# پارٕدی پوش

## کاشُر شارٕ سومبرن



## وِجے ساقی



کتابہ ہُند ناو ——— پارٕدٕ پوش۔

مُصنّف ——— وجے ساقی۔

چھپنٕ وٕری ——— ۱۹۹۸ سنہ ء۔

پریس ———

سرورق ——— محمد یُوسف مسکین۔

کتابت ——— محمد اشرف ٹاک۔

تیداد ——— پانژھ ہتھ۔

قیمت ——— Rs. 125/00



# انتساب

تِمن

آشن

ہُنٛدِ

ناوٕ

یِمن

زانھہٕ

پھُلے

لگِہ

نہٕ........!

# ترتیٖب

گوڈٕ وۄتُر ٥
غزلہٕ ٧
نظمہٕ ٤٢
بٲتھ ٧٦
متفرقہٕ شار ٧٨



# گوڈٕ وٕٹر

تَتہٕ گو واریاہ کال یَتہٕ مےٚ سُتٕر ووت کران زِ بہٕ
چھاپہٕ پَنٕز شارٕ سومبرن — مگر یہٕ منصوبہٕ ہیوٚک نہٕ وُٹھ وُٹھ
بامل یِتھ — اَمیُک بوٚڈ وجہ اوس سہٕ زٕنیٖل یہمی کاشرِ
آدبٕ واوٕر کرٕ ۔ لارِک ہٕگی دار تہٕ دارِک لار ۔ مےٚ یہٕ کینٕژھا
لیٛشوٕکھمت اوس سہٕ تہٕ پہوکشیرِ ۔
پَتہٕ مین دوٕن ترٕین وٕرین منٛز آیہٕ واریاہ نوٕ کتابہٕ بازرس
منٛز، یِمن منٛز کیٚژہٕ شارٕ سومبرنہٕ تہٕ چھپٕنے ۔ مےٚ تہٕ گَنٛو کتاب
چھاپُنک خیال ۔ یِتھہٕ کٔنٕز ووٚتھہ یہٕ سومبرن چھاپہٕ نَس دَس ۔
یہٕ کتھ چھپنے مےٚ ضوٗروٗری وَنٕز باسان زِ یہٕ کینٕژھا مےٚ یَتھ
کتابہٕ منٛز شامِل چھہ کوٗرمٕت تمیُک نمتھ فی صد حصہٕ چھہ ۱۹۹۰،
پَتہٕ لیکھنہٕ آمٕت ۔ دوٕں گو اَلہٕ غآٖبے کانہہ پٔروٗن شارٕ بیترِ

یاد پیٚوم سہٕ تہٕ کوٗرم شاۂل ۔

مےٚ ووت ووہُن الہٕ پلہٕ وُہ وٕری گژھنگراے کران ۔ گوڈ گوڈٕ چھپیوس بہٕ امرسنگھ کالجہٕ کس "لالہ رُخ" تہٕ "شیرازس" بیترٕ منز ۔ "سون ادبس منز تہٕ رُودُس منزٕ منزٕ چھپان ۔ کینہہ نظمہٕ ہیٚنز ترجمہٕ ۔ یم ترجمہٕ چھپیے "سمکالین بھارتیہ ساہتیہ" تہٕ "انڈین لٹریچر" ناوٕ کین قومی رسالن منز ۔

شاعری منز چھس نہٕ بہٕ کُنہہ تہٕ وڈریک طرفدار ۔ نہ چھس بہٕ جدید تہٕ نہ قدیم ۔ کُشیرِ نیرنہٕ پتہٕ وُچھ مےٚ ویدمان "سماجی قدرن" ہُنز سوٚ مندوٕ چھلہٕ چھلہٕ پیوان ۔ ہیمہٕ کس سایس تل بہٕ پٔرتھیوس تہٕ پھانپھلیوس ۔

مےٚ پہ کم کاسہ لیوکھ یتھ بنیاد چھہ میانی تجربہٕ تہٕ مشاہدہ ۔ بہٕ کوتاہ چھس پنہٕن تجربن تہٕ مشاہدن شاعری ہُندس قالبس منز تراونس کامیاب گومت، تمیک فاصلہ کرُن چھہ ادب شناسن تہٕ نقادن ہُنز کام ۔ آ...... اکہٕ کتھہ ہُنز کرٕ ضرور یاونہٕ زِ تکمیگری ہُنز رم نہٕ کام ۔

وجے ساقی

نوٚ دِل

یکم جولائی سنہ ۱۹۹۸ء





کھوٗنہٕ کھوٗنہٕ شُنٛز مالٕلہٕ وان آسکھ
رُودٕ جٹری تاپُل چھاوان آسکھ
پرٲنی سِر بیٚنیہ باوان آسکھ
پٲے چھُم دوکھ للہٕ ناوان آسکھ
آدمٕی وَن گو ہنہٕ ہنہٕ زیٹھان
لولہٕ وٕژن یٚژ ناوان آسکھ
بہٕ تہٕ چھُس ہارِتھ زارٕی ہیتھ دوٕز
کسُ چھُے کس وَنہٕ ناوان آسکھ
شپنہٕ نبس اَنہار چھُہ نارُک
اَنہٕ گٹہٕ دوہ اَبساوان آسکھ
ہتٕ کوٕ دیتمُت شاپھ شُہنَن چھُے
وَن چھپہٕ ژھین لکھ ناوان آسکھ
واوُک شی شی قادُ چھُہ موٗچھہ منز
تھاوان کیا ہنہناوان آسکھ







اَسِہ تاژکھ نب گُنزروو تہٕ پٔکی
اَسِہ کھوٚنہِ کھوٚنہِ دوٚکھ لٔلہٕ نوو تہٕ پٔکی

یتھٕ شوٚوے نارٕ زح گٔیہ ہرشؤ
اَسِہ خونہِ جِگرٕ چھرکوو تہٕ پٔکی

ییتہٕ نوِسرٕ نوٚو تاریخ لیوٚکھُک
اَسِہ پان کٔنِن پتہٕ چھوو تہٕ پٔکی

یَس زاے تمِس گٔیہ ماے مُشتھ
ووندٕ زول کتھو منسوو تہٕ پٔکی

یتھٕ سیرِ لبوٚ ہیوٚت نار برٕ ہُن
اَسِہ گامٕک گامےٚ ترُوو تہٕ پٔکی





ؤسی ؤسی یِن دیوار دوٚپُن
کتھ کرنَس چھُنہٕ وار دوٚپُن

گٹہٕ ژلی گاشی روٚزمُت تَل
تھاِیہ گوٚمُت شہجار دوٚپُن

اَکِہ اَکِہ ژٕلی تم پٔریَن سیتی
ہَنگ کُنھِ شوٕنگہٕ شَہمار دوٚپُن

اٚندری شروٚپرُم وہہٕ بیٚنہٕ گار
شیٚنہٕ بنِس گَنڈِ نار دوٚپُن

لَلِہ ہُند ادٕے پَن یینہٕ ژوٚٹ
سونتَس رَتہٕ پھمَوار دوٚپُن

ہرُدَس زردی گاگُر ناٗلہ
پیٹھہٕ وَن - نارو نار دوٚپُن



اُچھرن چھہ وونڈے ژھوٚر تہٕ وونۍ کتھ شار کرو ناو
گٹُہ پراٗنۍ کیٖندن ژھایہ گیتن ژاگی ژٕ ژھوراو

میٚنے راتھ زہر چوٚ تہٕ میٚنے ہیوٚت سدٕر کھوٚن وٚنت
بدلاٗوی دوٚہے روٗخ میٚنے توٚے چھُم نہٕ کینہے ناو

سدرس چھُہ وٕٹھر وَچھ تہٕ وونۍ کتہ تریش چھےٚ کانہہ
اِظہار چھُم رتہٕ واٗوی یہ زٕن آچھہ گومت واو

مَرنس تہٕ زہنس کیاہ چھُہ مانے سوٗنچ ہَنا سوٗنچ
سَتہٕ زاویُس گو راتھ مُرِتھ تَس تہٕ ادسا ناو

ژٕبی وَنتہٕ پرٕ ووُتھ کیا ژےٚ پٕکی توتہٕ پٕکن چھُے
بے مانہٕ مرُن سون تُسُن توتہٕ کران کراو

نَظرن نہٕ منزل ولیوٚد امارے نہٕ ساٗدر وار
یاوُن چھُہ منٛدِنۍ ژھیُہ تہٕ اما سوریہ کَس دراو





یا گوٚژھ نہٕ گوڈے روٗژ گٔژھن گاش منگُن
یا گوٚژھ نہٕ مَنٛدٕنی گاش شُلی رأسی گرٛھُن

احساسٕ وَنَس مَنٛز چھُ گوٚمُت تھامہٕ سَمے
یا گوٚژھ نہٕ توارٟخ ورقہٕ ورقہٕ پَرُن

اَز شامہٕ بُروٚنٛہہ گوٚٹ چھُ اَسان ژھالہٕ دوان
یا گوٚژھ نہٕ سِریہ راتھ اَتھس مَنٛز ہیٚتھ پُھٹُن

شُنیٛ آکہ وَتَن ہُنٛدی چھِ وو شُلیٛ اُچھی چھےٚ ژھٕٹے
یا گوٚژھ نہٕ وُچھِس پَرٕ تھوٚوُن دود کھٔسُن

ہے عأنہٕ وُچھَن والہٕ دلن ژٕن کرُن زان گوناہ
پَرٕ ہیون بُتھ زانکھ ژٕ رٕکھن مانہٕ پَرُن



شینہٕ شہر بییہٕ دَزٕ وٕنۍ راتھ
یَتھ شہرس منٛز کوسہٕ ژُوٕ زاتھ

ساَرٕے بُستی اَنٛد ہیتھ دٕزٕ
نارٕ لمبہٕ کھٕشتہٕ پرزٕلے رات

گوڈٕ پدپدٕ ووٗ دہہٕ بییہٕ گار
پتہٕ ہیوٗت ٹھارُن اَبہٕ سقراط

وَن وَن گومُت ہَنہٕ ہَنہٕ راَسی
وۄنۍ کتہٕ نَس کانہہ پَرٕ کلمات

تارکہ نَب گو اَنٛد ہیتھ غاَب
اَنہٕ گٹہٕ کارا ٹُکہٕ اَرسات





کَتھہِ زَن آسنہٕ وار وَنوٕکَس
دَم پھُٹہٕ جانانا وار وَنوٕکَس

سکہٕ ہیو بیٚیہ ہن کاڈُچھُ کوڈمُت
رَتہٕ سٕری کم شھجار وَنوٕکَس

سبزیَن پھُٹہٕر لاے چھے ششرِس
ژُونہِ گیندُکھ ٹکہٕ تار وَنوٕکَس

بونہٕ بلَن گو یاوُن اَڈٕکھہو
وَن چھِنیہ گنڈُونی نار وَنوٕکَس

حرفَن حرفَن ووندہِ مُنذرِ لیومُت
ژھینہِ ہٕژ سازَس تار وَنوٕکَس





ژینے مینے وۄنتھم بہٕ نوٚی عذاب دِمے
بِم سےٚ مینے گُلہٕ ہیوٚٹھ دِم گوٗلاب دِمے

ہردٕ گاچ کوٚنگی تیتھہ دَم
سوٗنتہٕ واوچ کِتاب دِمے

پاپھ گوٚبِر گیِہ تہٕ تارتکھ یوٗگُن
وُمبرِ ساٚدم ثواب، ثواب دِمے

تیلہٕ سڑکن پوٚکُس بہٕ نَنہٕ دوٗرُے
آکھ زُژھرم وُچھُم مینے خواب دِمے

شِنہٕ شہرُک شُٹھن مینے چیشمَن موٚتھ
تاپہٕ صُبحک شہ آب وتاب دِمے





لیؤکھمُت چھُن گو زن بَرِ یاوُن
لیؤکھمُت چھُن وونؤ گژھِ مُشراوُن

برمجِ کُلین تَل زَوُل شَبن ہُند
تارکھ نَب پییہ نوِ واہراوُن

بوزان چھکھ تم راٰسی ونیے گَنگ
شاید پییہ وونؤ نَب اُلہ راوُن

شور بُنبَس مَشِنز نارِ تیمبرِ چھُم
آدم وَن پییہ وونؤ مَنساوُن

تَنہِ زَن خونَس رنگ بدلیؤمُت
یَنہِ پیٹھِ شُری ہیوُت شُرکتراوُن

لولُکس برہے پیتَہ ہانے ہتہ
پیٹھِ مرگس زَن آمُت یاوُن



کَتھہٕ کَتھہٕ پیٹھ ییٚتہٕ زیٚٹھبوٗنیاے
کٔنہٕ ہے زٕن کانٛہہ کٔنہٕ کٔس ماے

سآری چھا گآمتۍ وٕنہٕ واس
وۄنۍ کتہٕ ژھَانڈٕن یاوُن راے

نہ چھُہ کُنہٕ وَتہٕ پوٚز نہ چھُہ کانٛہہ نیب
وۄنۍ چھُنہٕ باسان موکلن پاے

لوٚہتۍ آلو گآمتۍ رأسۍ
نیشہٕ بوٚدی شُری وَچھ ژیٚبان دراے

پھیٚہہ پھیٚہہ کرِ وُنۍ لکھ کرلیشان
سبکہٕ صحرأوا پیٹھ تلہٕ کراے





"یتھ ہیر کھوٗتُس تتہٕ ژھینہٕ گوگاش"
میٚہ مٕژنس لیکھت گٔژ پاداش

ییٚتہٕ آدم آدم سےٚ نٕحقے کرژکھ
ییتھ شہرس منٛشز چھینہٕ آدم گاش

ییٚتہٕ آدم آدمی ژتہٕ کرٕ ٹیوٗک
تتہٕ ہیٚنز گرژھ گوڈٕ انصافٔس تراش

کتھ کرٕی کرٕی چھیٚنے نہٕ کتھ موکلاوٕنے
اصلیٖچ کتھہٕ کُس کڈِ وونٕواش

شاعر کتھ کر ماںوٕ پوٚز
پگہچ وونی چھیٚنے نہٕ. بلکُل آش

وے مانزِ نَمَن ییٚتہٕ بیمٕژ ہاے
ژتہٕ سٔری ژتہٕ سٔری گو آکاش





أچھ منز ییٚنہٕ أچھ ترآوِتھ ڈرایکھ پتہٕ ما پھیرِتھ آیکھ زانہہ
آبس کیا کیا لیکھت ڈرایکھ پتہٕ ما پھیرِتھ آیکھ زانہہ

وآنِس بدلو پتہٕ ییٚنہٕ سمکھِہ ایکھ کتِھ ما تھووِتھ کآنسی وار
أکِہ برزنزِ کے ہِتہٕ کوٚت تام ڈرایکھ پتہٕ ما پھیرِتھ آیکھ زانہہ

گآشس ؤنی دِتھ وُنہِ ما آیکھ وَن وۄذِ کتِہ نَس تھاوِکھ نیب
ژیچھ دِتھ کتھ تام وَن چھٲپہ ژایکھ پتہٕ ما پھیرِتھ آیکھ زانہہ

وَلس ٹلی زَن کوٚرتھم چھایکھ ہرٚدس نوِ سرٕ پھٲلی نُنہٕ پوش
پتہٕ سنٛنی زَن وِج وولیایکھ پتہٕ ما پھیرِتھ آیکھ زانہہ





نِلہٕ شری گاٹہٕ رو پہٕ بُتراتھ
نہ چھُہ کُنہٕ امرہتھ نہ چھُہ سقراط

گوٚٹ گوٚٹ سورُے دِہٕ گٹہٕ کار
کَتھ کیُت ورِدن کو سہ ستہٕ راتھ

کَتھ وَن سآرِے کَتھِہ گَدُفٹ
ییٚمہٕ سورُے ما نیٖہ وسراتھ

اَنہٕ گٹہٕ گاشَس وَچھ گوُران
تَنہٕ ہےٚ بُنگہٕ ییٚتہٕ گیٚوٚ گونماتھ

دِتہ ہیٚہ تہٕ دِتہٕ بیٚیہ بالک وآنس
بجُرک ژِترُم اکھ اَکھ ساتھ

وآنسو پَتہٕ اُمی اَز سمکھے
وَن تَنہٕ پیٚنٛھ کیا گیٚوٚ حالاتھ





سونہٕ سووُشہ پرٕنے خابہٕ شہر چھُم ناٗلہٕ اَچھن
وُنہِ یادَن ہُند اَنہور مزٕر چھُم ناٗلی اَچھن

گوڈٕ آبہٕ مَلر ہو ہہ رایہ ژوٗلُم اَدٕ وٕڈنم کِتھ
رٕسہٕ آرٕک سوٗرٕ شورٕ تنزٕر چھُم ناٗلی اَچھن

وُچھ سونٕتھ تہِ ییٚتہِ تَتہ آے اما پوٚز یاد چھُیا
تِمہ ہرٕ دُک دزٕ وُن دِیہہ تہٕ زہر چھُم ناٗلی اَچھن

یہِ چھےٚ اَنیلہ مِلہٕ وَن نَتہٕ اَسہ دُورِ بڑٕ ناٗل وُلِتھ
وَق دِہتن پھِرِ پھِرِ ورتہٕ ییٚزرٕ چھُم ناٗلی اَچھن

ہنہِ ہَنہِ چھُس چھکِرتھ کاڈٕ مےٚ سوٚمبرتھ نیری کیا
دزٕ دزٕ چھُم دَزنے سُوٕرٕ انبرٕ چھُم ناٗلی اَچھن





صُبحِ شفقت شاپح شہلتھ کُنہِ وزِما ژٔے باوی راتھ
اُنس کُن پنہِ بُتھ کنز وُچھِ ہم آنہٕ چھُہ آنہٕ یہِ ہاوی راتھ

سرٛکن پکہ وُن اَکھ ساٛلاُنیا ژھاران آبس کمیٔ کیا لیوٚکھ
کُنہِ وِزِ کانہہ زَن یژھ کتھ باوی لولہِ ماپتہٕ للہٕ ناوی راتھ

سوٗنتہٕ سُلی زَن نیندرِ ژٔے ساوی آخرٕ اَکہِ دوہہ پیٚتہ وہراتھ
شِی شِی ہوٗنک نوٗیِ سِر باوی مُژرِتھ اَدٕ مُژراوی راتھ

لوٚسَس چاٗنس زَن اَزٕ ماوی ہاوی کُنہ وِزِ پننی ذاتھ
لوٚتے لوٚتے کُنہِ وَن چھپہِ مَنز ساوی پتہٕ خوابن مُژناوی راتھ

کنہِ رتح دَگ زخمن نہناوی مُژرِتھ ہاوی پننی ذاتھ
آرٕ گرٕ زُن اَدٕ کُنہ شیچھ باوی نہتھ نَنہِ کوچھِ مَنز ساوی راتھ





اوٕر زُوٗن ہُند جنگُل دوٗبہٕ روٗوتھَن
پَتہٕ ژِہ اپاسے ژٕنے کتہِ ژھورتھَن

بے حسی ہُند دود دِیتھم وارٕسَن
بینہِ شُہن ہٕنز دگ ہَنا ژٕراوتھَن

صُبح پھو لنے سریہِ کتھ پیٹھ گووِ داسی
گرزل وَقتَن گاشہ تارُکھ سوٕتھَن

أز اچانک ورقہٕ ورقے گو وجود
پیٹھ اَتھَس پرتھ سینز رکھا نہناوتھَن





وأناکھ وَتَن ہُند تاپہٕ شہَر چھُم بُتھہٕ پشیان
ہے زندگی ہُندوہ ندہٕ مورزہر چھُم بُتھہِ پشیان

تمہٕ ناگچ تریش چھےٚ بُزہِ شِکھ کُس ہیکہٕ ہے چیتھ
کم ناگ تہٕ ناگکۍ آبہٕ مَلر چھم بُتھہِ پشیان

اَکھ وأنس گیٚیم بُتھہِ وُچھہٕ ہَن وُیتھ اِنسان وَنس
تمہٕ لسہٕ نکھ ہاوَس پرژُن ژٕر چھُم بُتھہِ پشیان

ژٕبوٚد ژٕیوٚہ چھُہ زمان پٕرتھ شے چھےٚ شرِکان زٕن پانس مَنز
شِنہٕ سوو شہر اَمہٕ شہرٕ قہر چھُم بُتھہِ پشیان





تلا کانژھا پرژھومیا آنِس امارس
اُمِس کِتھ پوش پھلی ہتہ انتظارس

گِندُم لوکہ چارِکین خوابن وَتن بیھڑ
قرارن سوکھ دیتُم کرب بے قرارس

یمن پوشَن اَندر اَنہار تمُی سُند
پتنی اُچھو چھَم وُچھاں چھُس نوبہارس

قُمری کوترچھہ دِری گنڈی گنڈی گیوان ہُرد
وَسُن چھُم باغ یارس دِل قرارس

تلاکہ والہٕ دِم نارلو نٹھو مَس
پگاہ آوے نہٕ کتھ پچھس بہٕ پرارس





تیٖلہٕ آسۍ ٲکھ ییٚتہٕ چھاوال سوٚکھ
وآلناگیٔہ وہتراوال دۄکھ
کاکھ مٔرِتھ کٔرکہٕ ناد وَژھوو
کاکٕنۍ مٔرِیتہٕ کُس ہیٚیہ دۄکھ
تمٕ ٲکھ ژٕلہٕ رٲوِکھ کٔر تام
یِم چھہ لَباں وۄنۍ پیٚٹھ ہرموکھ
تمۍ پٔرٛژھ وَن وَن رووُے کیا
دۆیمِس ہمدردی پٔرٛژھ سوٚکھ
پِھرِ پِھرِ وۄنمکھ منٛے ہاگرِتھ ترِیش
بَڈِ ہٹہٕ وۆنہم ہوکھ باہوکھ
دَم پھُٹِ وَقتن کوٚرمُت چھُس
دِل مٔژراوِتھ وُچھ توم چھوکھ





گَتھ چھےَ سوٗنچ مانے ژار
چھاوُن بِیٚت چھےٚ گُنڈٕ سبزٕزار

گاٚہِ گَتھ گَیہ بادام وآر
تَتھ پہو شہرٕک زَلہٕ وُن نار

پوٗشَن ووٕذ خوشبوے رآو
چھاوکھ چھاوکھ چھاو بہار

سوٗنتھ چھُہ ووٕذ نَتھ کالک پوٗژھ
ووٕذ چھُہ پَنزر دوٕ دٕو ژَلہٕ لار

شاید توٚہہ چھوٚ دُچھمٕت سوٗنتھ
دُنہ چھُوٚ چیشمَن یوٗت خُمار





تمۍ لیوٗکھ تارکھ نَب بیٚیہٕ گاش
تمۍ لیوٗکھ ارمانن اَشہٕ خاش
یِمیٚتہٕ سورُے گومُت وُتھو واۍ
پوٚد پوٚد وَتھ وُتھ ڈولان لاش
ہتۍ لیوٗکھ وَتہٕ وَتہٕ آب دوشن
ہتۍ کوٗکھ دِتھ ووٚن آبَس ناش
پوٚز پوٚز وَن ساکمۍ کیا لیوٗکھ
کمۍ لیوٗکھ شوقَن اَزٕ نے ناش
مہرازَن نہ ناوٕکھ مانٛز
مہریٖنہٕ جامَن ہیٚتِھ بے تُراش
گاٹک گاہے دَم پھُٹھ راتھ
یارِ وَنَن پھوٗرمُت آکاش





ہنہٕ ہنہٕ منہٕ چھم دگ تیلان
بوٗزُم تیلہٕ اُسی لُکھ وولسان
بیون مرُن چھُی پوٗز پوز ون
وُنہٕ چھِیہ کُنہٕ چیٖزُک ارمان
تا پئیہ بوے چھُنے نہٕ یتھ شہرس
شہلس منٛز چھہٕ نہٕ لُکھ شہلان
دوٗہدِش کائیتاہ بُتھی سمکھان
وے کُنہٕ وِزِ وُچھہٕ ہَن اِنسان
قبرو منٛزٕ کھتی کرِتز ووٗنہم
بد رُوح وَتہٕ وَتہٕ پتہٕ دوران
ینتہٕ کیا ہرسُو چری گُگیش شور
کُنہٕ ما تھنہٕ بیوٗوَ نوٗو بھگوان





پَدِ پدِ ہرِدُن ترٲوِے ژٲپھ
پن ہرِنَے لِنجہ گومُت کراپھ
شِنہٕ اَسمانَن اَبہ ووٚل نال
وٲلنا گٔیہِ ووٚزٕ وُچھِنَس تاپھ
بُتھِہ زَن چھَکھ ازوو شلانہِ مِش
کُس سمکھہِ ووُ ے کَتھ وَن صاف
نہ چھُہ بل کربِنُے نہ چھُہ لولاے
نہ چھِہ تھَل رُوٕنی نہ چھُہ کانہہ واپھ
نہ چھُہ کانہہ ووٕ رُے نہ چھُہ اَستان
نہ چھُہ کُنہِ موسیٰ نہ چھُہ کُنہِ قاف





لَلہٕ وُن دۄنپھم زَلہٕ ون نار
زُژھرِتھ ہٕفأوِم نوٗی شہجار

خوابَس مَنزٕ گَژھِ اَکھ رُدِ راٹھ
وأنسأگیہٕ وہتراوان نار

اُندرِمِہ داڈیک کَس لگِہ پیے
تُھتِھ چھپس باسان بختاوار

توٚ گامَن وِتی بَرہٕمن تأری
یتھ اوس لأگنِس وُٹھہٕ کھکہٕ جار

سَڑکہٕ چھہ سمبکو آکھ گِھنتِھ
میلہٕ پچن گومُت لُرہٕ پار

سبزِس سبزِس کنٛہہ لبِدِ ربار
یَتھ سوٗنتس بُتھِ پیٛڑاں نار

آدمی وَنہٖ مَنٛز کٔتھِ اِنسان
دٕہنی کتھ کٔمیٛت گٔنٛگراوشار

ژھایَو گرایَو کِنی چھِکھ ژِرے
بُتھِ زن چھی بدلے اَنہار

تس اوس ماگس نار وُہان
تس آس لاَئنِس ہارِ سے ہار







وَنہٕ ہے یارٕو دِ لٔگے حال
زِنٛدٕ روزُن گوٚ عأنہٕ مُحال

بٔیلہٕ کرٕ تَس نِش لۄُپح کَتھ
تَس گیٚہ اَسِہ کُن وُچھہ نَس گال

مَنٛدٕنین اَنہٕ گوٚٹ گَتھ ماران
دَھرماکرٕسا ژوٚنگا زال

ژٕلاچھہ نہٕ کُن ژٕلہٕ نَس وار
پَتہٕ چھُم چھَمب تے بُتھہٕ تھوٚدٕ بال

ارتھی گُڈی زٕیوس آنگنہٕ مُنزی
گامَس گامس نَنہٕ نُیتھ حال

جیوانَن ہُنز ژُرآدِ کتھ
اِنسانَن بیتہِ لاگان نال

سوُرے دُنیا شورِ اَنبان
ییٚنہٕ شری نٚب دِن مارَن ژھال





وُتھرٕ وٕتھر سۆمبرِتھ شہجار
ژھٹھہ ماکڑِ وٕوٕنۍ ہردُن نار

ہۆکھۍ ہتی کُلی آسی بُستی مَنز
کاڈکڈِتھ ادس گرِ شہجار

پھرکِہ ژٕنۍ کوٕل گۆیہ سدرس مَنز
ژھوٕ پیہٕ گٔیہ سُدرس کوٕل سَرشار

تاپٕلی شہٕرکی باورِ لوٗکھ
وٕژھ وٕنژھ چھکراں وٕنہٕ شُنڈھینار

ژِتہِ چھکھ پرانے تارِ ترَاں
بُتہ چھکرِتھ چھیٚس گَتہِ موکجار

لُکہٕ ارسا تھا قبرستان
وُوسہِ کتھِہ آمُت گردِ وغبار

وُنہِ پیُدٕی تامتھ گاٗمتی غاٗب
وُنِلہ ثبَس پھوٚز ڈٕی گٹہِ گار





ژٕپے دٕوٚ چشم نابینہٕ انہ ماو
میہ وٕوٚنمے گژھہ گژھہ مُشراو

واوِ طُفانا وِچ وولان
تو پَتہٕ ترٲوِتھ وولرس ناو

مایہ محبت بیٚیہٕ اخلاص
گژھہ بیٚیہٕ اندکن ژگ شہلاو

گاشہٕ مندبن وُچھ آچھ گوٗمت
آنہٕ گٹہٕ اَنہٕ گٹہٕ واوے واو

مورٕدَن لاگِکھ توٗژی ورٕدَن
شادبن موتُن باگِنی آو

گوٚٹ گوٚٹ دۆہ بِبیٚہ ناٹچ راتھ
خوٗنی نب بیٚیہ سبکہِ صحراوٗ

رٲتس مۆنگنمَ مندِنیک سۄ کھ
مَندِ نِبن وولبو گوٚٹ چھکراو

اَچھی مَنٛز زُژھرم اَشی دٔریاو
ہَنہِ ہَنہِ ژُدپُم سبکہِ صحراو

گَتہِ ئس چھُکھ اَسہِ وَنٛ سانیب
شہرن اَسہِ دِیُت بس چھکراو





اُندری رٕچھپتکھ سنتھ سمسار
زٕگتس گومُت شورٕ اَمبار

ہے مٕتہ وٕشتم پگٕہ پٕہ کَنتھ
اَز لَس لیکتھِ چھُم لرٕ پار

راتِکہ شَبہٕ تمیٚ کرتَل نَچ
اَز شبہٕ زَن دِیُنتھم شہجار

یُوتاہ دِل اَسہٕ ووٚسی اوس
تمِہ کھوتہٕ سوّن اوس لولہٕ جہار

یَے چھُم گامُک رٕکھ چھُے نالی
شہرِس لوٗگمُت اَندٕ وَندٕ تار

اَنہِ گٹہِ کوٗران روتلہ وَچھ
گاشَس زَن خوٗنی انہار

یٹیہِ اوس بُڑنز ہے شہجار
وونی کوِ بونبن پیڑان نار

ژِشنہ بالَن ژھکہ موٗلمُنہ سوٗر
ناگن وُزِ وونی شورِ اَمبار





تِمۍ لیچھ تَمبرٕ ہَلم ہیٚنتھ رات
تِمۍ لیوٗکھ جانا وارٕ ہیٚنتھ وات

تِمۍ لیچھ زِتنہٕ کیمبن وٲہرات
تِمۍ لیوٗکھ چھَلہٕ چھَلہٕ پلیٖٹیہٕ ٹُزات

لیوٗکھمس برٕجہٕ کُلین بیٖٹیہٕ زوٗل
لیوٗکھنَم اَنہٕ گٹہٕ کٔرتھ سَتہٕ رات

دوہلہٕ بیہٕ کارَس بارَس گیٚر
اَکھ اَکھ بَرٕژ چھم کوٗران رات

دۄہمَس نبہٕ وُندی مِتھہ دِوہ شلان
دۄنیم بیکھر گیٖہٕ گۄمنات

ژامن ژٕرِ زن مُژَرن غمَ
پَتہٕ بُتھہِ ژٕکران اکھ ساتھ

یِنٛوکھس خوابَس کیا تأپِر
یِنٛوکھنم خوابِ پِھی سوغات





تاپکی ٹیکی پۄز وۄنہ شِٹھنبار
شِنہٖ اسمانٕن پیٹِران نار

ہَنہٕ ہَنہٕ چھکرنہٕ آمُت رۄد
رٲژن پیٹھ پِیُو مُت دۄگنیار

خاںس مَنٛز بیٚیہ وُچھکھ رانٛژ
وُنہٕ اوسُے مہرِینہٕ اَنہار

سوٚنہری وَرٛدن گو رَتہٕ داوی
مہارٲزن کمٕ گِینٛدُ ڈِکہٕ تار

وَم پھٹی اُوند پۄکھ شِشرنی زانٛڈ
تارٕکھ نَب پیو وُسی یکبار

گہے چھُہ رٕہیل سِرِیہ شبس لول بران!
گہے چھُہ تارکھ نَب تہٕ دُہس زول کران

گہے چھُہ گاش زٕنتہٕ دوہلِہ نیٖرِ سَنٖاّن
گہے چھِہ لوکھ علامژن لول بَران

گہے چھُہ کٔنِہ زیرٕ دِوان زیرو بمس
گہے چھِہ پوش پھُلِتھ سوٗنتہِ سُلی ہَران





حَرفس حَرفَس مانے روو
بۄگس بۄگس پَن وۄزلوو

شُرۍ گنٛڈ پانَس پانَس راٗٹھو
اٗسۍ کٔس وَنہٕ ہو اَسہِ کیاروو

ہَنہِ ہَنہِ تہِم سۄنٛکۍ لبو شرٕپرٲوۍ
بۄنیہِ تمیٚ اوٕمےٚ پَن اَبسوو

دۄہلہِ سُہ چھُکرنہٕ آمُت اوس
شامَن پتھ تمیٚ دۄندشیٖلہوو





اَسی کَس وَنہٕ ہو اَسہِ کیا ژُول
شوتن ییٚرٛیُوم تھٕسرِ ہیٚپھٕ اول

گَرِ اوس لوکہٕ چارُک احساس
گَرِ اوس ہمدردی بیٚنیہ لول

نہٕ چھےٚ کانہہ شیرین نہٕ چھُہ فرٛہاد !
نہٕ چھُہ مَس مُژُرُن نہٕ چھُہ ییٚنہٕ وول

خوابَن ہُند تأبیر ہےٚ پٔرٛژھ
خوابَن چھُنہٕ ییٚنہٕ مازن وۄل





مێِ تہٕ ۆنی نٔمین سأری دا ے
زہر چینٕس کتھہٕ برٕہا وا ے

بُتہٕ کتھہٕ زچھہ ہا ہاوس کانہہ
سونتہٕ بُلی پیٚیہٕ پوشٕن ہا ے

وۄلہٕ وُچھ وُچھکھا مێونُے حال
وۄلہٕ وُچھ للہٕ وۆنی چھم تلہٕ کرا ے

کٔر سأ بنٛد ہم دروازٕ ے
دلو گرٕتھ ہے ییٚتہٕ برٛنز گھنڈٕژھا ے

قدمس قدمس تیلان وٚگ
نفٕس نفٕس پھۄرمژ لا ے





وٕلہٕ چھہرٕ کاوو خوٗنِ جِگر
دبوٕ ییٚتہٕ شہلن نارٕ شہٕر

اَکہِ اَکہِ زالوَ یَنٛنی مرٛد
گاشا پیٚیہٕ بَنہِ گاشہِ شہٕر

پےٚ چھُنہٕ کَتہٕ طوٗفانَس کیُٛت
تھوٚدٕ چھُم تھووٗمُت پَنٛنےٚ سَر

سوٗکھ گُے سیریا کھَسہ نازانٛہٕ
راۓٚژو کوٚر بے وایہٕ قہٕر

نیمیٚن دیُٛت ذکہٕ ڈُلہٕ ڈُلہٕ گےٚ
بیٹھٕ ژوٚٹ پانےٚ پَنٛنےٚ سَر

ہُمہٕ شہرکی دِژ بَڈٕ ہَٹہٕ گرکھ
ٹھہراوکھ زَن کَنہِ نَس کھعر



# تضمین

شامُرن دوٕ شیلشو ویٚژیُور قص کوٚر وِگنیو ونو
"کامہٕ دیوٕ ییٚنہ شامہٕ یِتیٚ سُلہِ باگراوکھ اشتہار"

شولہٕ وُن نبہٕ دوٚند سُمے صُبحک گھوان ووٚتھ آبشار
ہاوسو دِیُت چاک جامن یام حُسنس کھوٚت خُمار

بالہٕ کوٚلہٕ روٚنہِ گوڈ مُژری ہرنو تہٕ تھوٚو پیرہن گنِدن
باغ چھاونہِ یام ووٚتھ پمپوشہ پادو بالہٕ یار

آنہٕ بُنگرن یام شرو زُ شرہِ زِیارِی کوٚر سنتور شونگ
رقص کوٚر نوُرن تہٕ پھوٚل نوٚہرِ کانس شالہٕ مار

یُتھ نہٕ دریہٕ کھار کھ ڈیکس مستانہٕ متہ لوسیم ووٚجود
چاومس نار لوٗنٹو چشمن اندر چھے بیُتھ خُمار

تیٚر کھٹکارس اندر وُشنیر چھُم بس یاد چانٔی
چھُم یِتے سرمایہٕ ہاوُن چھُس اوَے سرمایہِ دار

# نظم

اَز کنتھ پیٹھ چھک ووٕسیہ ہِش آہٕژ

شینس ما اَزشایہ چھُہ ژۆلمُت

کرٕہنس اۆبرس نار چھُہ لۆگمُت

تاپہٕ دوہ چھا بینہٕ ووٕلسیومُت

آرن چھا بینہٕ وولُن ہیۆتمُت

رۆو کرنَس ما ٹھاک چھُہ وۆتھمُت

سالہٕ ہتین ما مأ لہٕ چھُہ لۆگمُت

ہتھ کادِس پیٹھ گرٕزچھا وۆتھمُت

ٹُنہٕ تارکہ چھا چھٕلہٕ چھٕلہٕ ہیۆمُت

کِنہٕ شہجارَن کاڈ چھُہ کۆڈمُت

دوہ دِش ووٕسہٕ دروٕسہٕ یلہٕ چھا گاہٕژ

صبحن شہلِتھ عام چھِنے کرٕژ

کِنہٕ شامَس بینہٕ ووٕشلُن کھۆتمُت !



تَنہٕ پیٹھٕ .اَز ژھک بیٚیہ سَمکھیوٚت
شُشرن بیٚیہ کرٕ ڈیرٕ چھُہ وٕثیمُت
شامَس صُبحَس سوٚکھ کَمی مُچھمُت
سیٚنزِ وَتہِ پکنَس ٹھاکھ چھُہ لوٚگمُت

دوہ لہٕ اُسی نیرَو
پوٚت وَن شیرَو
پھیرَو تھوَرَو، نے ہیتھ نیرَو
لولہٕ ہَتین ہٕنٛدی مالہٕ مَناوَو
آرٕ پلَس پیٹھ ڈاپھ تراوَو
وَچھ مُژرآوِتہٕ سوٚکھ دوہ کھ باوَو
سیٚنَن ہُنٛد گٕنٛٹھٕ کوٚنش وُشناوَو !



# نظم

کیا ژینے ترووُتھ

کیا پرٛزٕ نووُتھ

وَقتَن اَکھ اَنگ اَبسووُم

ڈیکٕہ ژٕ کرووُم

ژَھاے چھےٚ نَبس اَکھ ژھلے چھےٚ پَتھ کُن

نَظرَن ہُنٛز توٚ ژھ کوٚرِنہٕ نَب ووٚنی

وَقتکی قاَتِل اَتھہ پلزٕہمتی

بیاہن آتَشَ

شوخ اَمارَن

کیا ژَھاران چُھکھ

کس پرٛاران چُھکھ

گرٛتھ پانَس ۔ واَناکھ چُھ لَسنےٚ!

# نظم

پھٕرکہٕ وُن دُنیا
پرٕ ژھینٛون پان چھُہٕ کُتھ ووٚشلیشوُٹ
وٲراگس بٕرٕہہ
اونٛد پوٚکھ نہ تھٕ نوٚن
میانِہ دادِہ کرٲری چھِہ وُتھٕ ہتہٕ
میون مَرُن چھا زگتَس ماتَم
شُنٛز چھُم بأگس
لأنس ماتم !



# نظم

کم اٰی پَن

ژٔڈہتی شِشرَن

شورہٕ چھُہ پیڑان میٹھبن ناگَن

مُشکے زَن موٗریومُت باغَن

بُتھی نہٕناوِکھ

ژٕرٕ ژٕرٕ ساوِکھ

دوہٕ ژٕ کٔتھ وَنہٕ وَن !



# نظم

ییٚلہٕ تس شاہُرن اَچھَن منٛز وَسہ

تمۍ سندی اَچھر وال دِن جھَہار

کرزل بمُن منٛز گبنہٕ دَن تارکھ ژھَپہٕ ژھارِ

تہٕ

سونزلہٕ ہُندی سَتہ رَنگ کرَن گتہٕ گیوٚر

وُچھِن اوس پوٚزُے

مگر تَمہٕ وزِ

یُس تَس میانہِ اَچھو وُچھ

تَس لگہٕ وفہ ندٕ سدرس گرکھ

تہٕ

اَرمان کرِ نَس گبندٕ باشہٕ!



# نظم

بامِتہ

لَتہ دِتہ یِتہ سَمسارَس نیر

فولأدی اَتھَن چھےٚ خوٗنٛج ترٛیش

وُنہِ چھےٚ ہرٗمہ کھہٕ پٔتٕ کِنۍ اَکھ وَن چھَپ

وُنہِ چھےٚ وَسان تَبتہ ماپٔنٛجھ کوٗل

گرٛتہ تٔتی نٔے بیٛنہٕ

چھَلنہٕ پیِی زَنگارٕ

نیلیٛوٗمُت رَتہ بیٛنہٕ رَٹہٕ زنٛگ

ہامِتہ

یِنہٕ سأیتہ بجلی گاشس مٔتر راوی وَتہ!

# نظم

چھون مُبارک ہٕوٚت ییے کٔلس پیٹھ
تھاو قدم ہیے ہٕن کھنڈ کرٕ ژھڈ

پانٛژَن ڈٕہی لیٚن تار کٔرتھ آس
کاڈ کوٚڈم اَتھ کِتھہٕ کُنی ہیمہٕ بیٚب

لَنگ لَنجہِ وٕاہرِہ تہرِس کھارِم
موٚن زِ بِہ چھِہ ہتی کوٚہ چھِہ للہٕ ناوِم

موٚن زِ بے گھر یَنِش تل ساوِم
موٚن زِ نبتھ نُنٛی تَن وَلہٕ تاوِم

موٚن زِ واوِچ ناوٕ نکھس تُج
موٚن زِ گامَن ہاے مُتھِبن تُج





مون زِ سُدرس پازہ ژٕکس کور
مون زِ لۄکن کوس اَچھن ٹھۄر

تھاوِ قدم کِتھہ مِبا نہٕ ہناسَن
زہنہٕ برٛوٚنٹھے کمیٚ چھَلہ چھانگرٕ

رٕتہٕ سٕری کمیٚ کۄرِ میون جِگرٕ وَن
ژٕلہٕ وُن آرِ تہٕ کمی رٕیُشن ژٕھین

وُچھ کاُیتاہ چھِم تالہ مُکرٕ ہیتھ
کینژٕ و دیُت ہم ہمزادن ژٕھین
کینہہ گیٚ ہَنگہٕ مَنگہٕ خانٕ مشُند

کینہہ گیٚ لۄکہٕ کِتھَن تھوٕ وُکھ کَن
گرِ یتہٕ گرٕ ہیوت نارِ تو دِیُن

بوزان چھکہِ کیا چھم گٔدٕ ریوٗمٕت
شہرِس شہرِس وَچھ کرٕ ہُیٚنیوٗ مُت
گامَس گامَس شام سَپُدمُت

آدمی وَنہٕ منٛزٕ اَکھ اِنسان گوٚژھ
بیٚتیہٕ چھَپنہٕ وۄنی ہیے کأنسی فرصت
اَلنفسی ہُند عالَم گومُت
ژٕ تہٕ چھُک شاید اَنٛدکِن پیوٗمُت

جانا وارٕ ژٕلی ٹاس پَکھن دِتھ
آلین مَنٛزٕ وُچھ زال چھُہ زٕلرِن
آشہٕ کلین وُچھ ہاشہٕ پھُلے چھَم



# نظم

وُنہِ چھکَہ تتیٚ نے تتھٕ ناگس پیٹھ

یُتہِ لنس سمکھیٚ ۔ خابہ ہلم ہیتھ

سندِ جبہِ ڈلن اوس سونہری وردن

کُس نام پتہ آو نٕھجٕ وانس پیٹھ

خوابن ہشنز ماکانہہ کرٕ پتہٕ کتھ

پتہ اتھہِ ولیسرِ بوے

چھکرٕ تھ خوشبوے



کالکٕ بتہٕ چھُم یاد میٚے سٕے شب

بوٗنہٕ بلِس جوٗر اَسہٕ تارکھ نب

اَکہٕ اَکہٕ وُچھ اسہٕ گامس وٗون دِتھ

خوابن ما چھک نفوٗہ ژسن دتھ

خوشبوٗیہ کوٗر پتہٕ معطر اوند پوٗکھ

اَتھی منز موٗنگمے مانے خوابن

واشس ژٕ کڈ کڈٕ وعدٕ قرارن

یاد چھُیا ژے وڈٕ نتھم کتھ ژٹ

دم پھُٹی تارکھ

گاہ چھکرٕ اوان

پانس انہٕ گوٹ



نتھ وَن چھُپہ مَنز

یار کلہن تل

دلہٕ دُبہٕ راہن کنُبہ ماگوڑھن

پتہٕ بیہٕ مونگمے مانے خوابن

نہ - نہ یِتہٕ نہ

یِتہٕ چھُنہٕ وارے

یِتہٕ چھہ ہُشارے

مُبراتِ تا متھہ مُلہٕ رزٕ رے مسٕر

پوشن ھنز نوٗژ لاوِ ردہ پٹ تن

ماگرٛھِ برہم

نہ ۔ نہ ۔ یتہِ نہ ۔



ناٚرس تل ماوس کھنی وٕنٕی

اکھ جانور

باشہِ کراٚن لبٕس

انہِ گٹہِ منٛز میٚیہ خوابٕچ کتھ تٕجُ

نہ ۔ نہ ۔ یتہِ ۔ نہ

ناٚرس آب چھہ شیشہِ پٕتھر وُچھ

شیشس کتھِ ہیکہِ یارِ بہٕ برٛم دتھ

نہ ۔ نہ ۔ یتہِ ۔ نہ

## سورے گژھہِ نوٚن

○

سورے ڈُنی یانندرانِدرمَس

زوٗن تہٕ تارکھ تامتھ بے حِس

ژھوٚپہِ منٛز موٚنگے

زندگی ہنٛد سوٚد کھ

میوٗن اوٚندراوس پیومت وتہٕ پیٹھ

خوشبوے ژھارِان خوابن ہنٛز وَنھ

بوزان چھکھٕ

اَسہِ انہِ گٹہٕ کیاکرِ

انہ گٹہِ چشمن

شیشہٕ ژٔے زوتان

گاسہٕ کرٕ ٹاتانٕ

نئیٚ نئیٚ باسان

ونہٕ نہ ونہٕ نہٕ

ونہٕ گوٚ پرارٕن

اَچھ چھم کوٚرتھ

کرِ منٛے ارِپن

پوشہٕ گونداژن

یارٕ ژٕ خوابن

بنہٕ وہ دِنیٚ دکھ ژٕ ھین

پتہٕ کٔس ونہٕ وَن



# اکھ خط

ٹاٹھیہ گوبرِ

امریکس منز آسہِ شین پیوان نوشن دوہن

کشیرِ ہندی پاٹھو

داربن تانئ

جانا ورچھا سفید مخملی ژادرِ پیٹھہ

پنجن ہندی نشانہ تراوان

زمانہ مکانہ کہو حدواپلور



ستٹرکو پیٹھہ آسن شین ٹلان

بل ڈوزو وستی — سفید ژادلہ دُوتھ

سٹرکہِ ھنِدی سنٛخ اکھ

نٔی کڈنہٕ باپت یاماچھہٕ نہٕ تتہٕ سٹرکن داغ آسان



میٚے چھُہ پورہٕ اندازہٕ

ییٚمیٚ آسہٕ ونہٕ نیٚ دوہٕ دوکرٲن

نہٕ شینس مثنر بندے گژھان

ییٚتہٕ دِلہٕ مثنر

چھُس دارِ برترُ وُپرتھ بہتھ

یُتھ نہٕ کُنیہ ووبہ یاژہٕ ربہٕ کٔنی سریہ اژہٕ

ژیٚس تارہ چھُہ ژھٕٹان



ہرگاہ ژےلوکہٕ چار یاد آسی

ژِ تہِ اوسکھ گرِ گرِ ژھپ دِتھ

نبر نبران وندس تہِ

سفید ممکلس پیٹھ پکُن ہوان

شینس پیٹھ پیمتی یِم جاے قدم چھِ

میانس وُجودس منز کُنھ

مگر یم قدم چھِ از

میانہِ نو کھور وکھو تہِ بڈی گامتی

راتھ شامنے اُس سوُ ونان (ماجی ولنوس)

بھیہ وُچھم سوپنس منز

پتہِ اوس تس

چون بتھ اُچھن تل

راتی راتس اُس کتھ کران

چانہِ بَبہ دوٗدھ چِنِچہِ

تہٕ تَمہِ دوٗدھ بوتلہِ ہٕنٛز

یتھ دوٗدھ ڈٔلی موکلان اوٗس

سوٗ چھے بے زان ۔ تَسٕ پَھٕٹے نہٕ خبر

زٕ ژٕ چھُک وۄنی سو بوتل چوان

ییتھ نہٕ دوٗدھ موکلانے چھُ

وۄنی آسکھ ژٕ یژھان

زِ بہٕ گژھِ ژٕے مٔنٛز نیژن

چاٹَس کریڈٹ کارڈَس پیٹھ

تَمہِ دابرکہِ حدٕ نبر



# بآتھ

یہ باغ چھُ سون اَسہٕ دُن اَکہٕ پوشہٕ وَن ژٕ و پآری
وَنہٕ وان چھِہ جَل تہٕ بُلبُل
کوٚستوٗر ہَردٕ ہآری
وُژھ ہکچہ بالہٕ تھَدِ کول ووٕلہٕ تراو بونہٕ تَل زول
سونہٕ پھُلیہٕ کُس کرٕ عول
آرس چھنےٚ بے قرآری
پھَمب زَن چھُہ تازٕ سبزٕ زار شہلتھ ووٕندس چھُہ ترٕنیار
پاں ژادَن چھنےٚ زَن لار
ہکہٕ دٕنایہ پرآری پرآری
گِلہ ٹوٗری تُج شُلی کآر یمبرزَلن چھنےٚ ماتآر
شُلِہ ٹیکہٕ بٔٹنہٕ کوٚر سآر
بروٚڈ پھول تہٕ ژٕ ول کپآری

بُتھ پٔژون چھُہ شبنہٕ بالن      مَس شبنمُک چھُہ پیالن

کرُٕ تو خبر غزالن

لوٗگ ساَل ڈل بہاَری

سنتور وولسنس آو      رنگہٕ اُتساسہٕ سانہٕ برٛژراو

سوٗ رگس چھُہ تازٕ پاَراو

چھاوُن چھُہ یخنیاَری

لوٗگ جُشنہٕ مَنزٕ نشاطس      وو شلان چھُہ بُتھ پرٛ باتس

گوونڈٕ گاَل کھاتس

کرُ سوٗنزلہٕ جلوٕ گاَری





کرٕم پوشہٕ پُوزا مںٛے تھٕہندِس اُمارِس
کنٕن گوٗنہٕ لوٗلک صَدا بالہٕ یارِس
ہٕیو واوٕ وُنتَس مںٛے گاہتہٕ بتٕم چھم
قرارُک سوٚ کھِہ مامںٛے چُھم بے قرارِس



وُچھُم ساقی شُلی مَس باگراوان
پھِران مَلرٕبو تہٕ شوقن ودگہٕ راوان
ودہ ندِس شہجار چُھس نَظرن ترآوتھ
تِمُس سیٚتِن چھہٕ چھِوی متہٕ باغ چھاوان



# مُتفرقہ اشعار

تَتہٕ چھُس چونٕے دۄکھ للہٕ وان
یَتہٕ لوَس کھوٚت نۆ عنوان
وزِ وزِ کوٚرنَس وقتَن گیر
مېتہٕ آسی نتہٕ کاَتیاہ ارمان
موٚت اوس برٚونہہ برٚونہہ گُمُران



بِپلٕے خوشی چھےٚ دۄلتہٕ اضطراب ہیوٚ کیا تھام
وُچھان چھےٚ چشمہٕ وَشےٚ سراب خواب ہیوٚ کیا تھام
کپاٚری آیہ سۄ کوٚت وزایہ زانہٕ حوٚ دلے مگر
ہواہٕ گژایہ بنے وایہ ہیو ڈٕہتھ گولاب ہیوٚ کیا تھام



شوقَن ہُند زتہٕ واوی شہر چھُم لاگتھ نٲلی
اَچھی مَنز روٗچھمُت تھاہہٕ جنگل چھُم لاگتھ نٲلی
نار لگتھ تَتھ لیکَن وُنہٕ چھُی جوش برٛیہان
تمہٕ وِزِ کس زَن کیا ہیوٗہ گُدرِ لو اَکھ اکھ ژیوٗہ چھُم لاگتھ نٲلی



کتہٕ دوٚبہٕ راوَن یَنُن کُنہر
ہرشو ینتہِ دوٚتھ مُت محشر



# Paardi - Posh

(Poetry Collection)



Vijay Saqi (Mahanoori)